# منقبت حضرت سیّد عبدالقادر جیلانی رضی اللہ عنہ

قُرّۃ العین یوس شاہِ مَردانس شاہِ جیلانس پان پُشراو
راَچھ چھُم دینس بییہ ایمانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

فاطمہ صابئنس تس دُردانس ابو صالح بابَس چھُس ناو
پاۓ پاۓ لگی زیس تس آستانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

رب چھُم راضی تَس جانانس عبدالقادر یَس چھُم ناو
اَز کرِ منوّر سانِس خانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

پیو مت آسکھ منز ویرانس گیمژ آسی ور ونی ناو
فتہ تُک خطر آسی پانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

وَلاَ ھُم یحزَنوُن منز قرآنس لولہ سان پَر بییہ عاشقن باو
ولی چھِ محبوبِ حق سبحانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

پیرن باہہ وُہری لاَج ژھکانس بجہ ماجہ پیر اُس گمژ ناو
آبہ منز بینہ وول کھوت میدانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

لاَحولَ وَلا پوُرن شیطانس بدبخت کنہ پوٹ شال ہیودراو
لعنتی بے زارا دگوو پانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

رہزن رہبر بنیو منز آنس ژوٗر گوٗ ابدال بوٗ رنے چاو
اد ماترٲون تھف دامانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

بَجہ محفلہ منز پیر پیرانس ماہِ رمضان روخصت ہینہ آو
یُتھ مرتبہ چھُنہ کاَنسہ سلطانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

مرید پراران چھی در مانس مُریدی لاٹحف فرمان دراو
کلہ قربان چانس فرمانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

عَظیمؔ قاتِلؔ دشمن جانس پۆرے تس پیوو ؤرزُن داو
مان کُس کرستی چانس شانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

کاہ شِتھ لڑکہ زایے منز جیلانس شاہِ جیلان یِلہ وِیہس آو
ولی بنائے تِم حق سبحانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

مرید کۆر اُس منز ویرانس ظُلمہ ستی جان تس برلب آو
پیرن فرمان دِیت نعلینس شاہِ جیلانس پان پُشراو

نعلین وۆڑ اُنی گے منز آنس دشمنس برسر کۆرُن برساو
ترۆوُن نہ رسیدُ اُونہ نس جانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

مُرید کۆر آیہ ہوشس پرانس تعویذ کنہِ نائلی تراُون کھراو
در خدمت واُتھ پیر پیرانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

پیرو راُچھ حض کرتھم جانس سرراہ پیمتین کُس ہیہ ناو
یہ شمع پۆشی تن پریتھ پروانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

نش سانس دستگیر دوجہانس طے لسان طے زمان طے مکان دراو
لعاب نبین ترۆوس دہانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

محشر کِس تتھ منز میدانس مُرید آزاد برءتن چاو
شُری باُژ وندہوے اتھ اعلانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

پیرن ٹھانڈ ثُل گنج عرفانس لا وجود عبدالقادر آو
ھٰذا وجودُ جدّی زانس شاہِ جیلانس پان پُشراو

کُس چھُس ثانی اتھ فرمانس پڑھ کتھ کُس وَنِہ ماجہ کس زاو
کُس آسہِ سینہ یُس دار طوفانس شاہِ جیلانس پان پشراو

کوکرار ونُمت اوس پیٹھ بانْس پیر سنز زیوقُم بِاذُنِ دراو
ژُوُل وڑان پَرآیہ پریتھ کوکرتانس شاہِ جیلانس پان پشراو

## منقبت حضرت غوثِ پاک رضی اللہ عنہ

عربس تہ عجمس وَنی بہ دِمے غوثِ پاکو بہ
پروانہِ شمعس گتھ بہ کرے غوثِ پاکو بہ

واوس ونہ ہا بغداد نیہ ہم ستی گا ہے میے
تہِ صحن پاکس لڑھ ڈُووَے غوثِ پاکو بہ

درشبِ معراج شانہ دأرتھ شاہِ لولاکس
ژے شانہ بڈس ناوس لگے غوثِ پاکو بہ

شاہلنہِ لقب چھُے غوث الاعظم محبوبِ سبحانی
چُونے دامانہ محکم بہ رٹے غوثِ پاکو بہ

ژے دینِ اسلام زندہ کورُتھ یا غوثِ جیلانی
آسُن چون کوتاہ تھیکے غوثِ پاکو بہ

چھُکھ وأرثِ کُل علم نبوت سلطانِ ولایت
ژے باکمالَس پادن پیمے غوثِ پاکو بہ

چونے فیضان کُل کائناتس ہر جلیہِ چھے باگراوان
جو یہ چانہِ معرفت داما چمے غوثِ پاکو بہ

چھُکھ بأگراوان دین ودنیا ژُورن ژولایت
ژے اہل کرمس بردریمے غوثِ پاکو بہ

درمشکلات دنیا و عقبیٰ باعث کرم کر
باسوزِ دل آلو دِمے غوثِ پاکو بہ

ژی دین دنیا چھُہم چھُس بہ منتظر خاموش
ساری خبر چھے کوتاہ ونے غوثِ پاکو بہ

# منقبت شاہِ جیلان رضی اللہ عنہ

آسیا مرید چُونے پتھر یا شاہِ جیلان اکھ نظر
آمُت غلام چھُس زیرِ در یا شاہِ جیلان اکھ نظر
دلن ہُند ژی چھُکھ حض پیر تھدِ شانہِ چھُکھ حض دستگیر
دِیُتنے خداین کیا تھزر یا شاہِ جیلان اکھ نظر
غمنے اندر حض گیر گوس یا شاہِ جیلان اکھ نظر
آسئیا مرید چون در بدر یا شاہِ جیلان اکھ نظر
چانین کراماتن تھزر مہر از زندگو ہیتھ سالر
تمہ نظر کرتم اکھ نظر یا شاہِ جیلان اکھ نظر

# منقبت حضرت شاہِ جیلان رحمۃ اللہ علیہ

ژہ چھُکھ بے شک مَہ تابان نظر کر یا شہِ جیلان
شباہ یکھنا مِیہ کُن مہمان نظر کر یا شہِ جیلان
ژہ چھُکھ محبوبِ سبحانی مِیہ مشکل کر تہِ آسانی
سیٹھاہ چھُم کل ژُگن روزان نظر کر یا شہِ جیلانی
ژہ حض چھُکھ غوثِ صمدانی ژہ حض چھُکھ نورِ یزدانی
کڈم حاجت ژہ چھُکھ بوزان نظر کر یا شہِ جیلانی
مُدعا میأنی ژہ چھی معلوم نظر اکھ کر مِیہ نیرم گوم
بہٕ وندی چشمہ ای جانان نظر کر یا شہِ جیلانی

ژہ چھکھ بر مسندِ شاہی — بہٕ چھس بے آب چوں ماہی
لگے ناوس مہٕ آس روشان — نظر کر یا شہِ جیلانی

ژٕہ پیرو پیر پیران چھکھ — مریدن پیٹھ مہربان چھکھ
بجر چونوی عظیم الشان — نظر کر یا شہِ جیلانی

گناہ کرئ کرئ برم دفتر — مٕیہ پیٹھ بڈ مہربانی کر
بخش فیضاہ بہٕ چھس پراران — نظر کر یا شہِ جیلانی

لیاقت چھم نہٕ نادانس — مگر سٕتھ چھم سیٹھاہ پانس
نبی سندہ نورہ چھکھ تابان — نظر کر یا شہِ جیلانی

وندے پادن رگن ہُند رَتھ — بہٕ کرہے آستانس گتھ
میہ چونی ناو چھم درمان — نظر کر یا شہِ جیلانی

وفا محی الدینؔ پاین تل — چھُوسے کرتَم پننی ہأنکل
سُرخ روئی بینم ایمان — نظر کر یا شہِ جیلانی

رحمۃ اللہ علیہ

## منقبت شاہ بغداد رحمۃ اللہ علیہ

یا شاہِ بغداد آسے سوألی — از چانہِ دربارہ نیرے نہٕ خألی
در اولیاء چھکھ بر تختِ عأ لی — از چانہِ دربارہ نیرے نہٕ خألی
چانی مٕیہ پژھ چھیم چونی محبت — چأنی عقیدت یَس تَس چھیہ دولت
قدرت بخشِژ چھئ ذوالجلالی — از چانہِ دربارہ نیرے نہٕ خألی

لاچار سی از کانہہ چارہ کرتم غمگین دل چھُم از کاستم غم
ہامیانہ پیرو دل چھُم وبأٰلی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
پاسِ نبی از کرتم میہ یأٰری کرتم رفافت دم رستگاری
ژی میون سردار چھکھ میون وأٰلی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
در راہِ مولا از دم مِیہ خیرات ہینہ چھُس بہ آمُت در بحرِ ظلمات
از عاریَیہ نیٚ دِم رکنہہ مِیہ ڈأٰلی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
ہامیانہ پیرو روشن ضمیرو کر دستگیری ہا دستگیرو
گومُت چھوسے رَگیر اُنظر بحالی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
یوٚس چوٗن آسی روز یا پریشان حالانکہ چھکھ حال میون ژڈیشان
بر دوش گوب گوم بارے عیالی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
کر پاس حسنین پانی ژہ نظراہ عفوئے خطا کریُد چھُس پہ گمراہ
شرمندگی ہند چھم جامہ نالی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
دسگیرہ کرتم از غم دفائی از نظرِ رحمت کرتَم صفائی
چھکھ میانہ پیرو ژی لا مثالی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
چانن غلامن ہُند چھُس غولاماہ پراران بر تل دم تریشہ داماہ
للہ و چھکھنا میأٰنی خستہ حالی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
ہامیانہ پیرو وند ہےَ پنن گاش کرتم میہ نظراہ چھیم چأٰنی بڈ آش
راہے خدا دم رژرچی میہ ڈأٰلی از چانہِ دربارہ نیرے نہِ خأٰلی
درشن دہمنا پراران وفا چھُس وقتن بہٕ کُرمت زیرِ جفا چھُس

اتھہِ روٹ کرُم پاسِ بدرُ الکمالی
از چانہِ درباره نیرے نہِ خالی

## منقبت حضرت غوثِ اعظم رضی اللہ عنہ

دلا کر التجا مشکل کُشا دربارِ جیلانی
باللہ دار الشفاء قبلہ نماز سرکارِ جیلانی

یمِس آسی سہ کشتی بان تمِس کیا غم چھُ از طوفان
مُریدی لاتخف فرمان چھ خوش گفتارِ جیلانی

تمِن قُربِ خدا حاصل سپن از یک نگاہ واصل
یمن ووتے بگوشے دل سرِ اسرارِ جیلانی

سُہ چھُم دون عالمن ہُند شاہ ملک تابع فلک شیدا
زمینن آسمانن گاہ چھُ از انوارِ جیلانی

زِحُسنِ رہنمائے من دل عالم سپین روشن
مشتھ گوو بلبلن گلشن وچھتھ گلزارِ جیلانی

وجودِ ناز کی نُورن تسلّی دتُن مخمورن
تمنّا در جگر چھُ از روخسار جیلانی

خُداین سوز از قدرت عنایت مخزنِ رحمت
گرامی از ہمہ جنّت دُرِ شہوارِ جیلانی

بیا اے سائل مضطر پنن حاجت ژہ حالی
پُر از دُردانہ و گوہر برتھ بازارِ جیلانی

گدا آمت خِدا بردر نداتس رہبرس کُن کر
ژلی غم تے فولی جگر بنی دیدارِ جیلانی

## منقبت حضرت غوثِ اعظم رضی اللہ عنہ

ژے چھے میانہ حالچ خبر میانہ پیرو
تُلم تھد بہ پیوسے پتھر میانہ پیرو

ژے کیاہ چھُی ملالے یتم از میہ سالے
کرے جایہ لالن اندر میانہ پیرو

ژہ آغو میہ بوزم امداد سوزم
میہ خیرات پنونی دتم میانہ پیرو

ژہ یکھنا سونی بہ وندہے کرونے
حوالے ژہ میونے عیال میانہ پیرو

بہ حض جایہ جایے وولس چانہ مایے
ژہ بیوِ ٹھک نقابس اندر میانہ پیرو

ژ چھے بادشاہی بہ نیرنے خالی    خزانن ژہ براز مژر میانہ پیرو
بہ آسے سوالی بہ نیرے نہ خالی    یہ خالی ہلم از ژہ بر میانہ پیرو
میہ چھی داد وارہ کریو میون چارہ    ژہ ترا واتم رچھ نظر میانہ پیرو
غلاماہ چون کران آہ وزاری    یمن نالنی گوش تھاوم میانہ پیرو
بہ آغوژہ ژھا نڈتھ روزِ محشرس منز    سفارش میہ کرتم ستتے میانہ پیرو
بہ کیاہ کرہ پانس بہ کیاہ کرہ عیالس    مٹے ژہ چھوی میون عیال میانہ پیرو
ژہ رہبر ژہ دِلبر مشکل کشا چھوکھ    پران شیئاً للہ چھوسے میانہ پیرو
کریو سائلسؔ نظر جا یہ جایے    بہ داغدار چونوی چھوسے میانہ پیرو

## منقبت حضرت امیر کبیر رحمۃ اللہ علیہ

دلا دروازہ غیرن ہُند مَہ کریاد    امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
بیس نِشہ کر گژھو غمگین دِلشاد    امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
دُیم کَس نِش میہ واتیم غمگساری    اَنم نفسن ژتَس غم خوار ساری
بہ گرمیِ محبت کور دِلن واد    امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
میّہ یوٗد از تام راہِ خیر راوُم    دِلس اندر اُمید غیر تھاوُم
مگر آخر یہِ غاژتھ پیوم استاد    امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
گژھو ناخانقاہِ فیض درگاہ    سموٗتِتہ برانتھ ہیتھ شام و سحرگاہ
چھُ بہتر تتھ وتِے اندر پھُلن پاد    امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
یتِی جاری وُچھم فیضِ خدائیَ    یمیَ براندچ ہیرٕم لازم گدائیَ

یَے کنی گوس پر یتھ دروازہ آزاد — امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
علیؑ ثانیس وَن کیاہ وَثُن — تھوتھ گن مرشد برحق پُنن چھوی
عنایت زان ساری باوٗ رُداد — امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
امیرن یوت اوٗنس کرآس پانے — یہوی چھم برسعادت بُڈ نشانے
سعادت خوش عقیدن چھُے دِوان ناد — امیرس شوٗبہ برتل سون فریاد
فقیرو یتہٖ چھ لبمُت پادشاہی — یَتی چھی جلوہٗ لُطفِ الٰہی
خراب احوال یوت یتھ نیرہ آباد — امیرس شُوبہٖ برتل سون فریاد
یَتی چھی اولیاء از جمع ساری — کرتھ مجلس چھ روشن جمع ساری
چھو ہاوتھ جلوہ لطفک شاہِ بغداد — امیرس شُوبہٖ برتل سون فریاد
یہوی ہادی یہوی مرشد یہوی پیر — اَمی اسلام روشن کور بکشمیر
یہوی زانن امیر ملکِ ارشاد — امیرس شُوبہٖ برتل سون فریاد
امیر از چھوی بہتھ برتخت انعام — لبن چھوی فیض تمسند خاص تہٖ عام
توقع سارنی تمسند چھو امداد — امیرس شُوبہٖ برتل سون فریاد
یہی وتھ قادریؔ از چھی مناسب — امیرس پر بزیر در مناقب
یہی رژ فکر زانُن ذکر اوراد — امیرس شُوبہٖ برتل سون فریاد

## منقبت حضرت شاہِ ہمدان رحمۃ اللہ علیہ

بِکلہ تراوے بوچانہ آستانے — شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
بکہ حض تیلہ یلہ بنکھ میہ مہمانے — شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے

جایہ جایہ بویلہ دِوان چھس وَون  ہر طرف چون عظمتھاہ چھی نُن
کیا سو کشمیر کیاہ سوختلانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
منّتھاہ چأن ملکِ کشمیرس  کرِتھ واقف ژہ دینکس سیرس
کُس حض مشراوِہ چون احسانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
ڈایہ خار یونہ دز بیک جنبش  یِتہ اُس باطنی تہنز خواہش
چانہ سیتی آو نُورِ عرفانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
ژتجھوٗ طالبو دژکھ دعوت  مرشد پاکس بیک ساعت
ساری اُس اکی ساعتہِ پرارانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
کانہتہ طالب کُروتھنہ حض ناراض  سارِنیٔ بِنُو بِنُوی ژہ باُوتھ راز
صبح باہم دِگر چھِ باوانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
ترا و غفلتھ مریدہ گژھ بیدار  یاد تھاو تتھ ونان چھِل اسرار
ناد لایُس بنتھ ژہ دیوانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
وَن امیرس بو پرأرہ کوتاہ کال  دردو غموِیٔ میہ حض وولُمت نال
چون آسِتھ شو بیاہ میہ غمخانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
آغہ آسہِ پانہ یَس جنابِ امیر  کیاہ سُو آسیا غمن اندر دلگیر
مشکلاتن اندر پریشانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
چھَم اُمید از کرن میہ مشکل حل  اتھ دأرِتھ توٗے چھوسس برَتَل
داد بوزِم میہ شاہِ ختلانے  شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
عُمر رأوم میہ ڈیڈہ تل چانے  خاکساری کران با معنے

زاہ تہِ تراوے نہ چون دامانے شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے
آس لاران بُس ییہے چھم ستھ از بہارسؔ بنم میہ بڈ دولتھ
وَتھ میہ ہاوُم بسُوئے رحمانے شاہِ ہمدانہ شاہ ہمدانے

## منقبت حضرت شاہِ ہمدان رحمۃ اللہ علیہ

چھو عاشقن سنز تہ سامان جنابِ شاہِ ہمدان
کران مُشکل چھُ آسان جنابِ شاہِ ہمدان
اوُن دین پورہ کشمیر گوُرُن سُونوی تقدیر
چھُ قادر بہ عزت وشان جنابِ شاہِ ہمدان
چھُ ہمدان راج تہندوی زمین و زمان تہندوی
تمِن نش کیاہ نہ عیان جنابِ شاہِ ہمدان
خبر اُن مُعمرن جان دوپُن چھیو نور نوران
نبی ازلے مہربان جنابِ شاہِ ہمدان
امیراہ کیاہ چھُ شوُبان مسلمانی چھے زیبان
مسلمانن چھِ رژ شان جنابِ شاہِ ہمدان
کران یُس آلوا بس گوُھان حل مشکلن تس
ہُران چھُس دین و ایمان جنابِ شاہِ ہمدان
چھُ کاشُرین پورہ رہبر دِتن کار یژھ تہ بہتر
مشیم نازانہہ تہِ احسان جنابِ شاہِ ہمدان

میہ ماچھم غم تہ کانہہ ڈر میہ چھُم سُوی ڈوکھ تہ بیہ تھر
رَچھان ہر دم تہ ہر آن جنابِ شاہِ ہمدان
لگے پیرو میہ بوزُم میہ نُوریٚ نُور سوزُم
دوکھن دادین میہ درمان جنابِ شاہِ ہمدان
ژہ آغس عاریینا میہ وون دیدار دی نا
کرم کرتھی گژھیم جان جنابِ شاہِ ہمدان
ژہ یامت اکھ نظر دِکھ میہ بخیچ سیود گژھیم رکھ
چھ شیران لوٗن ہر آن جنابِ شاہِ ہمدان
نقیبآ ''یا شاہِ ہمدان'' وظیفہ تھو دل و جان
بہ ہر دَم شوکت و شان جنابِ شاہِ ہمدان

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ

پیر پیران شاہ ہمدان پیر میون میر میران میر ہمدان پیر میون
دستگیری کرژ چھکھ دسگیر میون میر میران میر ہمدان پیر میون
پیرہ میانیو از یہمنا دعوتس ھاوتم شامل ژہ پنہ نس رحمتس
چانہ روس گومت سیٹھاہ دلگیر میون میر میران میر ہمدان پیر میون
زونہ لگمت گروٗن چھم اے بادشاہ تیتی برروے زمین مے کری گناہ
نور سہری گژھ چانہ ینہ تاثیر میون میر میران میر ہمدان پیر میون

پیرہ میانیو رُت وسیلہ ژی چھُ ہم
رسنگاری ہند تہِ حیلہ ژی چھُ ہم

پاسِ حق بدلا و بیہ تقدیر میون
میر میران میر ہمدان پیر میون

چھکھ علی ثانی ژ بے شک باوقار
دی ژِہ گوی حضرت نبی باکردگار

بیہ ژ روشن از کرن کشمیر میون
میر میران میر ہمدان پیر میون

ازاکوِ نابیہ تہِ تشریف سون گُن
ہاوی تو از بیہ رِتہ کیاہ گوزَگ تہ پُرن

نُن چھُ درامت ماًصیک تصویر میون
میر میران میر ہمدان پیر میون

چھُس گومت دم پھٹہ شہہ کھالان از
پُر خطا بندہ وفاؔ نالان از

اکھ نظر کر تو تہِ پھولہ جاگیر میون
میر میران میر ہمدان پیر میون

## منقبت حضرت شاہِ ہمدان رحمۃ اللہ علیہ

لولہ چانہ گوُمت سینہ بِریانے
شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

کَس ونہِ کیا گوم میانہِ سلطانے
شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

آش چھَم لاران آس جانانےَ
گاشِ حض وَنُدَے بوزُم زار

مُےَ چیتھ کیتی داری یمہِ میخانے
شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

بُلبل شاہ صاب شاہِ مردانے
امام اعظم چھوس سالار

غوثُ الاعظم پیرِ پیرانے
شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

نُند ریوش رِیشین ہُند سلطانے
حمدِ حق سُے چھُے سون علمدار

فائض چون جارٔی امہِ آستانے
شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

چانہِ ینہ دینِ حق گوٚ وعَیانے
عالمس گاش آو پھلی گلزار

ستی چھے شوبان شاہِ سمنانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
پاس وونی کرتم بوز افسانے  حضرت سلطان چھم سردار
عاشقن طُور چھے کوہِ مارانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
سور گوم ژۄر پیوم ابلیس پانے  لوتھ تم کورُم گوش خجل خوار
آش چھم پیرو آس لارانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
بیکس بے بس ما بیگانے  آس بو برتل چھُس بیمار
دربار چُونے چھم شفا خانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
نفسن ترووُم نالی زولانے  کرنس پامال ونہِ کس زار
آش چھم چانی آس لارانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
شُری پانہ آمت چون آستانے  زانتھ پیرو چھُوکھ ژغم خوار
از چھُم الفس دال نشانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
کیا گوم کر کیا میانہ جانانے  نظرا کر تم بلِہ بیمار
وائی سون چھُوکھ کیا بڈ شانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
اسہِ پیٹھ چونے بوڈ احسانے  کمیٔ ہاو سیز وَتھ پوز گفتار
علی ثانی ناو شو بانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
نبیس ٹوٹھ چھُوکھ پیر ہمدانے  اسہِ کراتھ روٹ آیہ دربار
نائبِ حق چھوکھ سانہ سلطانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
پیرو دل چھُم وچھِ ویرانے  نظرا کرتم بنہِ دیدار
کوٗت کال ووتم وونی پرارانے  شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

سروندے سردار بَن مہمانے ییُتھ چھُس تیتھ چھُس بوچون داغدار
برجبین داغ چھم چون تابانے شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
بُت خانہٕ اندرے بُت پوزانے ترے ہتھ پانژاہ[۳۵۰] خدمت گار
ینہٕ چانہٕ لوب تمو نورِ ایمانے شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
خانقاہ عاشق شولہ مارانے واصل گمیہ تم لوب یمو تار
دربار چانہِ چیوکھ جامِ عرفانے شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
حُبِ نبی یَس آسہ سامانے گرہ کیا تس بم بییہ تلوار
دلِ مؤمن چھُم کس ٹھکانے شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال
یار دوست ساری گیہ بیگانے پیرو لگیو بوزُم زار
ڈیڈہ تلہ جلال چھے چشمہ گریانے شاہِ ہمدانے وُچھ میون حال

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت شاہِ ہمدان رحمۃ اللہ علیہ

زیرِ در آسے کر مہربانی یا علی ثانی شیئاً للہ
پیرہ بوکر ہے کلہ قربانی یا علی ثانی شیئاً للہ
دینِ اسلامک چھکھ ییتہ بانی کشمیر ننتہ اُوس کُفرک چاہ
جد واجدادن چھم منّت چانی یا علی ثانی شیئاً للہ
کعبہٕ ثانی درگاہ چانی فیضک منبع چون خانقاہ

ژیَ نشہِ جاری فیض ربّانی یا علی ثانی شیئًا للہ
یا پیرہ از چھیوہ دعوت سانی ژ تجیہہ اشخاص آیہ یکجا
اکی آنہ ساری خانہ کریَ وہ نورانی یا علی ثانی شیئًا للہ
پایہ بڈہ تختِ ذرچھے ژہ شوبانی سایہ میے تھاوتَم ژی بَہرجا
جلیہ جَایہ رلیہ چانہِ وَنی چھس دِوائنی یا ہلی ثانی شیئًا للہ
خاٰلی کر نیرے ز گنج احسانی ہفت پُشتی چھس سگِ درگاہ
ناٰلی چھُم آغو ہانکل چانی یا علی ثانی شیئًا للہ
سینہ مِیے زُولنم لُولَن چانی در خواب دیدار ہوکھنا
وَصلکہ میخانہ چاوُم سقائنی یا علی ثانی شیئًا للہ
غمہ کے دریا وہ ایرہ ناوِ میانی بادہ کیاہ سُورےَ چھے ژہ آگاہ
جل کر مشکل حِل بہ آسانی یا علی ثانی شیئًا للہ
یا امیر کبیر میر ہمدانی اکہ لِٹہِ گڑہ منز ہاوتم گاہ
لالہ از سالہ ییتہٕ سُون مہمانی یا علی ثانی شیئًا للہ
زیرِ در حاضر ناد لایانی داد خواہ سُونے چھکھ واللہ
للہ کریَ تو شاد دل سانی یا علی ثانی شیئًا للہ
شاہدؔ چھس پران منقبت چانی یار، بھائی ہیتھ شام و صبا
زار بوز تارہ حض تاری ذہ تمہ آنی یا علی ثانی شیئًا للہ

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ



# منقبت حضرت شیخ العالم رحمۃ اللہ علیہ

تا کے بنالم یا شیخ العالم
رحمے بحالم یا شیخ العالم

در ورطۂ غم اُفتادہ ہستم
بر گیرد ستم یا شیخ العالم

دلدارہ میانے غم خوارہٗ میانے
سردارہٗ میانے یا شیخ العالم

ساعتا رُوزیو میون عرض بوزیو
امداد سوزیو شیخ العالم

از بہرِ باری کرتم میہ یاری
بوزتم میہ زاری یا شیخ العالم

نفسن کرِن بند کرُنم زہر خند
در صورتِ قند یا شیخ العالم

ابلیس درپےَ رودُم میہ ہےَ ہے
آئینس پیم کھے یا شیخ العالم

سپدِس سیٹھا خواہ روح گوم بیمار
وَونی اتینے عار یا شیخ العالم

ہنگامِ پیری دَستم بگیری
مہرِ مُنیری یا شیخ العالم

دل چھوم میہ بیتاب وچھہت بہٗ درخواب
با جملہ احباب یا شیخ العالم

اے آغہ فی اللہ دِم شیئًا للہ
للہ فی اللہ یا شیخ العالم

آباد کرتم دل شاد کر تم
امداد کرتم یا شیخ العالم

اے نورِ دیدہ وی برگزیدہ
با حق رسیدہ یا شیخ العالم

دست بستہ باہوش آسے بو خاموش
عرضِ تھارم گوش یا شیخ العالم

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ



# منقبت شیخ العالم شیخ نور الدین نورانی رحمۃ اللہ علیہ

اُس حض آیہ لُولہ چانے سخی نُندہ لالہ میانے
دُوُد بلہِ نظرہ چانے سخی نُندہ لالہ میانے
پیاران چانہ ڈیڈہ تَل مُشکلن کر تَو حل
کاستواز دِلس مَل سخی نُندہ لالہ میانے
نظراہ اَسہ کُن کر موژ راوٗ رحمتگ بر
نیرہ ہن اَسہ دلس شر سخی نُندہ لالہ میانے
یُس اکھاہ توہیہ نشے آو خالی زانہہ ما دراوٗ
یِم ہیوت چونوی ناو سخی نُندہ لالہ میانے
ژی نشے چھم چھین جائے دربار چونوی آئے
آغوچھ اَسہ چانٔ مائے سخی نُندہ لالہ میانے
دورہ پٹھ یُس آو ژار ہاوان تس دیدار
نیران بلتھ بیمار سخی نُندہ لالہ میانے
یُس حض آسہ چانی پژھ متھتھ چانہ وتہ ہنز لژھ
حالِ دل باوٗتس گژھ سخی نُندہ لالہ میانے
غمن منز آسہِ کر گیر یُس یتھ شانہ بڈ پیر
غمن منز آسہِ کرگیر سخی نُندہ لالہ میانے
نُندہ لالہ ہاوٗ دیدار دادٗ لد بلن بیمار
یُس واتہِ توہیہ نش ژار سخی نُندہ لالہ میانے

بوزان شیخ العالم کاسوَ حضٕ کاٗشرن غم
آغوسھ میہ چأن چھم سخی نُندہ لالہ میانے

علمک چھک علمدار کلمُک ژی اسرار
گنجہِ نی ہٕند سردار سخی نُندہ لالہ میانے

عارفن چشمن گاش پیرہ اَسہِ چأنی آش
نبین کروی شاباش سخی نُندہ لالہ میانے

با اُمید آی ساری بس اَسہِ چان یاری
بوز تو سان زاٗری سخی نُندہ لالہ میانے

ژی چھک سون رہبر ژی نشہ چھی دفتر
اَسہ کُن نظراہ کر سخی نُندہ لالہ میانے

شاہ امیںؔ دربار آوٗ سیت چھُم چونوی ناو
خالی زانہہ مادراوٗ سخی نُندہ لالہ میانے

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت شیخ نورالدین ولی رحمۃ اللہ علیہ

آفتابِ دین و ایمان منبع نورِ جلی شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی
بادِلطیف حق چھو تمسُند غنچہٕ دلہا پھوٗلی شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی
رحمتِ حق رحمۃ للعالمینس ٹوٹھ چھی منکرن تہ دشمنن تہندین بعقبیٰ کوٹھ چھی
وڑھ دانجہ گوڑھ زانن پڑھ تھنو دل ڈلی شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

ہمچو صدیق است قول اویسی صدق وصفا
دردمندن عاشقن تہٕ صادقن دارُ الشفا

اہلِ دل لاگھکھ تہٕ زاگکھ از کلامش دل بلی
شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

ہمچو فاروق ست عادل صدق وکذب بس فرق ساز
محرمِ رازِ خدائے بے نیاز آں پاکباز

سینہ گر بادینہ کینہ صاف از دل غم ژلی
شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

ہمچو ذُوالنّورین باصد زین پُر شرم وحیا
عارفِ اسرار قرآن کاشفِ آں بے ریا

عالمان وعاقلان واکملان تَس نَس کلی
شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

در عبادت در ریاضت در سخاوت بے نظیر
پیر پیران میر میراں زبدہٕ شاہ ووزیر

در علوم دین و ایمان ہمچو کرّارِ علی
شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

چھے خبر بخشاں کلامش از کلام آں رسول
گفتنِ او گفتنِ حق اہلِ حقّن چھی قبول

خاصِ حق تم گے یموےَ روٹ تسند بستہ ہلی
شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

نامدارا جنڈہ بر دارا سو مقبولِ خدا
کامگارا سون غم خوارا سو مقبولِ خدا

باحضورِ دل زمشکل عرض کر دستخط ملی
شیخِ شیخان شیخ العالم شیخ نورُ الدّین ولی

## منقبت حضرت شیخ العالم رحمۃ اللہ علیہ

سر حض وندے سردار پیرو
زار بوزمُ حض غم خوار پیرو

ہاوتم ماہِ رخسار پیرو
زار بوزُم غم خوار پیرو

آس لاران دربار چونے
بدل از پیر تقدیر میونُے

شؤبہٕ دُنہ سانہٕ مختار پیرو
زار بوزُم غم خوار پیرو

سائلہٕ آمتُن چھس بہٕ برتل
از میہ ساری مشکل گژھن حل

شانہِ بوٗڈ چون دربار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

چھےِ خطاب از دربارِ عالی — کاٗشرین ہُند چھک ژ وٲلی

شانہ بوڈ ژی علمدار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

لولہ چانے یوت آوامیر — تہند ینہ گوٗ روشن کشمیر

گوٗو بخت اَسہِ بیدار پیرو — زار بوزم غم خوار پیرو

کافرن ہُند کُفر و ظلمت — دور گوٗو آو پھہلِت وَحدت

اتھ گواہ چون دربار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

آس دربار لاین بہٗ چھُس ناد — ہم تہِ غم کاستم کرتہِ دلشاد

چھک ژ واقفِ اسرار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

آش روٗزم آسے بولاران — زار بوزُم غم خوار پیرو

آدُیس یوٗت سٕہ ماخالی دراو — چھم میہ اُمیدٕ سۓ چھم دلس چاو

ہاو تم ازمیہ دیدار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

پُرخطا چھُس توے چھُم میہ سرِخم — پیر لگہ یو نظر امیہ کرتم

نار سے بنہ میہ گلزار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

چھم ووٗمیدا ہمتُن چھُس بہٕ توشان — کر عطا پیر از امن و امان

پاس شیخ سالار پیرو — زار بوزم غم خوار پیرو

صدر موجے زومیون ژے قوربان — ونتہ پیرس روزیم مہربان

باغِ جنّت چھم ژار پیرو — زار بوزُم غم خوار پیرو

لار کمیوہ باساز و سامان — عاشقو چیو تہِ جامِ عرفان

شوبہ ڈنی لوبہ ونی غار پیرو    زار بوزم غم خوار پیرو
ذِی ضیاء زون کیا چھ تابان    بابہ حیدر چھم پور نشان
شوبہ ڈنہِ سانہِ ذمہ وار پیرو    زار بوزم غم خوار پیرو
آو جلال الدینؒ نالان    پیر سے چھے احوال باوان
ڈیڈہ تَل پرٗ خطا کار پیرو    زار بوزم غم خوار پیرو

## منقبت حضرت شیخ العالم رحمۃ اللہ علیہ

اکھ نظر کرتہ از مہربانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
ولا یتکوی ژیہ تاج شوبانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
چھکھ ژ ریشی وار ہُند امام لگے    چون ہیوٗ وکا نسہ چھنہ مُقام لگے
چھکھ اُویسی ولی ژ لاثانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
چھکھ ژ پرہیزگار اوٗت کَس مان    روتبہ نبین دیتُوی ژ عالی شان
چانہِ خاطر یہِ شان شایانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
جلوہ گر ژے گوٗوی رسولِ کریم    تربیت رژ لجی بنیوکھ عظیم
پانہِ نبین کری نگہبانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
کری تعلیم خضر و الیاس    شیخ العالم شوٗبان چھ منز خاص
چھوئ علمدار ناو شوٗبانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
چھکھ علمدار مُلک کشمیرس    اتباع ژے تجی کرنی پیرس
بے مثل تھنز پاک دامانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی

دٔنتھ کأشر قرآن لگھوی پأری    غافلن مژرتھم ژ برنین نأری
عالمن مأنی چأی سُلطانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
کنہ کوٗرتھ حکم شیر گوٗو چأری    ژنّہ سیتی مسئلہ لیکھنہ آیہ ساری
اتہِ چھِ حاران عقل انسانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
قاف تا قاف چھوی جہاں گیر    نظر اکہ کرمیہ خاکسی اکسیر
خاب ہاوی تو میہ روئے تابانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
داغدارابہ چون چھُسنا وَن    چھُم جگر پار دأدی لدچھم تن
دادِ نے ژیہ نش چھُ درمانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
ٹُل قلم عرضین گُرم دستخط    تاقیامت میہ چأنی پوشن ستھ
چھکھ علمدار بر ہلم سانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
پیر فکر وغمو چھُ کورمُت سوٗر    دل چھُ ژرے ستی جسم یُدوے دوٗر
تربیت کرتہِ از میہ روحانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
وقتِ نزع دپتھ پیوی یلہ یاد    رس بہ فریاد یا شہِ بغداد
لولہ آلو چھُ پیر بوزانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
وقتِ اُخر ژھا نڈتھن دستگیر    پیہ شیاطین دٔزتھ تہ آوٗی پیر
اتھ روٹ کرُے شاہِ جیلانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی
پیرِ دانشؔ غولام محکم چون    دتہ درشُن تہ زونہ ژلہ ہم گرون
درگذر کر تہ میانی نادانی    یا سخی نورُ الدّین نورانی

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

# منقبت حضرت شیخ العالم رحمۃ اللہ علیہ

از کاستو غم یا شیخ العالم
اُمید حض سے چھم یا شیخ العالم
چھکھ آغہ سونوی کیاہ نُندہ بونوی
مشہورِ عالم یا شیخ العالم
کیاہ کرہ تعریف چانی بو توصیف
چھکھ مفتی اعظم یا شیخ العالم
حدیث و قرآن چونوی چھُ بیان
کیاہ تتھ اندر کم یا شیخ العالم
نفسیَ کرُوتھ بند کھیاوُتھ زژر ہَند
تتھ دراکھ محکم یا شیخ العالم
ذاتن دِ توی نُور کرونکھ ژہ منظور
دنیا ژہ سر خم یا شیخ العالم
بُوتہِ آس غلاماہ بُوز تو سلاماہ
مِتہِ آش چانٔ چھم یا شیخ العالم
سَخیا موژر بر بس اکھ نظر کر
غم کاس یکدم یا شیخ العالم
فریاد آ مِت درماندہ گیئمت
کائثر چھ سر ہم یا شیخ العالم

یَس آسہِ یُتھ پیر ہر ساعتہ دستگیر
شوٗبیاہ تَمِس خم یا شیخ العالم

ملالہ ترأوو از گوش تھأ وِد
باوہ ہوی پَنِن غم یا شیخ العالم

بدحال گیمت پامال گیمت
پڑ مردہ جانم یا شیخ العالم

از کر حض یأری بوز تو حض زأری
بیماری بلہ ہم یا شیخ العالم

چھُس داغدارا چون علمدارا
تھف چھم میہ محکم یا شیخ العالم

دامانہ رٹہ ہوٗی سامان سوزیو
کیاہ ژِی گوٗہی کم یا شیخ العالم

بہارؔ آمت از چھوی سوالی
چھُس چشمہ پُر غم یا شیخ العالم

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت شیخ نورُ الدین نورانی رحمۃ اللہ علیہ

چھُس بہ کریشن گَر بہ ڈیشن بےنقاب شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب
والی کشمیر چھُم عالی جناب شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

کیتھ ہَند ہیہ گُنڈک پیوٗ اثر
کیاہ سپُد عالم معطر سر بسر

تازہ کیاہ پھُولی باغ فردوسک گلاب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

سدرِ منز دُردانہ یامتھ دراوٗ نوٗن
لعلہٕ دِیتنس گلہِ گلہِ عرفان چیون

کھونہ منز باگ بیوٹھ تَس زن آفتاب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

آس شہے ہمدان علی ثانی لقب
روتبہ اُم سُند وُچھتھ پیوٗ در عجب

تاب کینہہ روٗدُس نہ یلہ ڈیوٹھن بخواب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

خالقن دِیتنس سیٹھاہ تھُد مرتبہ
جلوگر سپدُس محمد مصطفےٰ

مرحبا کوٗرنس تہٕ ہیہ دیتُنس خطاب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

دل پھٹتھ یُدوے یمن نِش کانہہ یوان
بخت و دولت رخت شاہی چھِس وَلان

ہیہ دوان چھِس فیض و برکت بے حساب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

سون یِی نامیون وُچھِ نا حالِ زار
باٗژے شُری ہیتھ بہ کرہس زار پار

چھا عجب یُدوے تیم یتھ ہیونواب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

کیاہ گژھنا بخت از بیدار میہ
ہو کھِ متَس باغس پھلن گلزار میہ

از پھرنا میانہِ جوئے پانہ آب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

گوش تھاوِتھ روزِنا ساعتاہ میہ کُن
توشہ کوتاہ عمرِ میہ روزیم تھیکُن

چھوکھ بلم جگرس مَلَم یُدوے لعاب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب

دادی لد محی الدین آسس ڈیڈ تل
اکھ نظر کرنا گژھن مُشکل میہ حَل

از لیکھنا عرضیے میانے جواب
شیخ العالم عارفن ہُند آفتاب



# منقبت علمدارِ کشمیر رحمۃ اللہ علیہ

سخاوتہ ژُے سخی دربار علمدارو میہ بوزُم زار
رفاقت چائِنی چھُم درکار علمدارو میہ بوزُم زار
میہ کاسُم غم تہ لاچاری گرٕھی کیاہ کم ژلییم خاری
ہلم برٚتم بہ چھُس لاچار علمدارو میہ بوزُم زار
دیُو تینے مااَلکن دستگاہ ژ چھکھ دون۲ عالمن ہُند شاہ
ژ چھکھ کشمیر ژُے ذمہ وارٚ علمدارو میہ بوزُم زار
دلس اندر سیٹھاہ چھُم شرٚ ژے ہیو غم خوار ڈیشن کر
ہتم خوابی دِتم دیدار علمدارو میہ بوزُم زار
بہ چھُس بے کٔس میہ لاگُم کٔس غمکی نارٚن میہ زاٚجم وٚس
ہتم خبراہ بہ چھُس بیمار علمدارو میہ بوزُم زار
وٚچھم ژے نش چھپان دکہ زد بلان ڈیشم ژے نش چھوکہ لد
منگان بہ تہٕ چھُس چھوکن بلغار علمدارو میہ بوزُم زار
ییران چھُم منز سرس میہ ناوٚ لگئیم نٚے بوٹھ تہ پوریم واوٚ
گٹس منزِ دِم بٹھس گُن تار علمدارو میہ بوزُم زار
ژ نِش یِدٕ غم زدہ کانہہ آو غمن شادی بدل ہیتھ دراو
بنیوو نارس تمِس گلزار علمدارو میہ بوزُم زار
تمیٚ پژھ آس بہ تہ لاران اَچھو کِنی خونِ دل ہاران
اِسیٚ نامیانہِ وڈُنگ عار علمدارو میہ بوزُم زار

قلم عفٗک تولکھ ناجَل    کرکھ نامیان مُشکل حل
میہ لاگکھ نا غمن غم خوار    علمدارو میہ بوزُم زار
ژے چھی بالکل سخی عادات    دوان چھکھ مُفلسن خیرات
توے لاچار واتان ژاٗر    علمدارو میہ بوزُم زار
ژ رہبر آغہ چھکھ میٗونے    بہ نوکر چھس غلام چوٗنے
بہ یُتھ چھُس تیتھ بہ خدمت گار    علمدارو میہ بوزُم زار
کران فریاد چھُس دلدار    سیٹھاہ تنگ دَس بہ چھُس لاچار
کُرم اتھہ روٗٹ رَچھم ازنار    علمدارو میہ بوزُم زار



## منقبت جناب نورُالدّین ریشی رحمۃ اللہ علیہ

لولہ والین گاش چشمَن چھُے جنابِ نورالدّین
پیرِ رہبر رندہ مَردن چھُے جنابِ نورُالدین

واصلَن وصلک ملاقات و صلحچین راٗژن اندر
مُغزِ فرقان اہلِ دَردَن چھُے جنابِ نورالدّین

نیک سیرت، نیک بندہ، پاک باشاہ، سالِکا
ماٗ لِکھا باغِ بہشتن چھُے جنابِ نورالدّین

رہنما عِلمک تہ ادُبک مشعلے مُلک شُہود
زاو جارمنز لولہ سُوخنن چھُے جنابِ نورالدّین

طالبِ سردارِ انبیاء، مالکِ رازِ حیات
شُوبہ وُون ورتاج وَلین چھے جنابِ نورالدّین

دائمس قائم تھون وُول عاشقن دِلنے اندر
لعل جوہر لُولہ صدرَن چھے جنابِ نورالدّین

عارفن منز چھُسنہ ثانی دیہس منز کانہہ بیا کھ
ماہِ تابان منز سِتارَن چھے جنابِ نورالدّین

زانہ وُن ہر کانہہ سلسلہ یم کھٹتھ سنز ین اندر
معنہ مطلب زاُووجارن چھے جنابِ نورالدّین

روزِ محشر کُے علم بردار قومس کا شرس
رُت نتیج نامہ اعمالن چھے جنابِ نورالدّین

بے وَسیلن ہُند وسیلہ بے سکوُنن ہُند سکون
دِل رچھانی دل شکستن چھے جنابِ نورالدّین

ہراُکس پیٹھ ہش نظر چھس خواہ سُہ مُسلم خواہ سُہ ہُیند
دادخواہ پردَین تہ پنہ نین چھے جنابِ نورالدّین

اَنہ سوز یو کتہ گرِ بیان دلدار تعریف آغہ سند
سیتی سیتی تَس نیک کارَن چھے جنابِ نورالدّین

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ



# منقبت حضرت شیخ نورُالدّین نورانی رحمۃ اللہ علیہ

چانہِ دربارہ از میہ نیرم تاو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

سائلس عرضین ژہ گوش از تھاو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

آس فریادی وات تم دادس
گیہ میہ غفلت سیٹھاہ وَ پیوس سادس

کرتہ نظراہ پنن کمالاہ ہاو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

گٹہ زُل چھُم میہ ہاوتم گاش
پیرہ ناوس لگی ژ ہاوُم آش

چانیہ نظرے ژُلم میہ جگرک تاو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

بے وسیلن چھ چانی ستھ روزان
چھک پتھر پئیمتن دِوان درمان

بُوتھ لگان چانیہ نظرہ ایرہ ونی ناو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

خاکِ نعلین یَس غریبن دِکھ
تس جبینس لگان چھ بخچ رکھ

کیاہ گژھی کَم میہ تیتھ نشاناہ تراو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

حال اُندرم رٔمس وَنتھ زانیٔ
حال میونی ژ چھک وچھان پانی

دستِ رحمت میہ کُن تہِ از پلہ ناو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

میانہِ پیرو میہ کُن تہِ تھاواز گوش
چانیہ سیتن ژھُٹس میہ پھولہ نم پوش

چون ناواہ میہ چھم دِلس چکہ چاو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

میانہ غم خوارہ وچھتہ خوارٔی میانی
نظرہ تل چھیٔ عیال بارٔی میانی

پاسِ اللہ نیائی میانی انز راو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

بوز تم زار ہا علمدارو
کاستم غم ژہ ہا علمدارو

پاسِ حق کاستم میہ اندرم تاو
یا سخی نور دینہ بر مژراو

ازچھُ چون عُرس پاک چھیم اُمید　چانہ دربارہ بنہ سیہس سفید
شُشتر ناگس لگم تہ از بگلاو　یا سخی نور دینہ بر مژراو
کرتہ منظور از یہ عرضِ وفا　یاد کریٔ زِم ہمیشہ پاسِ خدا
روزِ محشر تہِ ساتی رٹی زَم ناو　یا سخی نور دینہ بر مژراو

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت حضرت سلطان العارفین رحمۃ اللہ علیہ

دوتھ پانہ گۄھو کوہِ مارانس　ییتہ ہو خاکس زر سپدان
عرضا کروو شاہِ سلطانس　ییتہِ ہو خاکس زر سپدان
تھزرا کیاہ چھے اتھ آستانس　اتہِ ہو مریدن فیض میلان
پاری پاری لگوو یہندس شانس　ییتہ ہو خاکس زر سپدان
داؤد خاکییس تس قاضی خانس　پرژھ توس کتہِ چھوتھ عشقہ پیمان
میژ گۄو سون تس پرہیزگارس　ییتہ ہو خاکس زر سپدان
خالی کُس گۄو اتھ توشہ خانس　عاشقن اتہِ چھے عشق میلان
رندو زند لاگ اتھ نُور خانس　ییتہ ہو خاکس زر سپدان
زندہ گے جانور کوہ مارانس　پیر سُند بوٗز تو کیا چھُ جمال
دورسا چھُ لوگمُت اتھ آستانس　ییتہ ہو خاکس زر سپدان
ارشد مریدو سکھر کرپانس　دل و جان ہوٗ منز دربار
تھف تھاو داُمنس شاہِ سلطانس　ییتہ ہو خاکس زر سپدان

# منقبت حضرت سلطان العارفین رحمۃ اللہ علیہ

سلطانہ میانیوٚ داد بوز — فریاد بوز فریاد بوز
چھپہٕ ژی دِمیَ اولاد بوز — فریاد بوز فریاد بوز
بوزُم ژہ یُس آلو کری — لوٚلچ ژہ کرہس دلبری
آغن دژنی زور آوری — فریاد بوز فریاد بوز
چھم نظرہ تل بسِ ناو چون — ژتہِ برونٹھ کنِہ رٹھ نا و میون
منظور عرضاہ تھاو میون — فریاد بوز فریاد بوز
چھُس نُوتہ وان پیُوٚ مت پتھر — کیاہ کم گژھی از ہم خبر
چھُم نظرہ تل چونی بجَر — فریاد بوز فریاد بوز
پیرو مِیہ بوزم اکھ کتھاہ — گمراہ بہٕ چھُس ہاوُم وتھاہ
اَمِہ وانہ چاوُم شر بتھاہ — فریاد بوز فریاد بوز
پنہ نن خزانن برَ مُژر — چھی آیہ تَن ژی خشک تر
وُچھ حال میونی نہَہ مہ کر — فریاد بوز فریاد بوز
بر کوہِ ماران جائے چھپے — پرتھ کاٗنسہ ژِی گُن ترائے چھپے
خوش اَعتقادِن مائے چھپے — فریاد بوز فریاد بوز
یَس چھوی بدست دامانہ چون — سوی ماجہ زامُت نُندہ بُون
چھُس اُو سمُت سیود ازلہ لون — فریاد بوز فریاد بوز
للہ نظرِ اکھ کرمیہ گُن — وو پرن اندر روزم تھیگُن
ہموار سپدِم سُن ووگُن — فریاد بوز فریاد بوز

صِفرک یہ ریتھ ماہِ وصال چھکھ عاشق عین ہُند ہلال
کَر یاریاہ اے با کمال فریاد بوز فریاد بوز
لا یان وفاؔ ژی کُن صدا یمہ شبہ کڈم ساری مدعا
یَس ژی سُہ روزیا بے نوا فریاد بوز فریاد بوز

## منقبت حضرت سلطان العارفین رحمۃ اللہ علیہ

چھکھ ظلِّ سُبحان یا شاہِ سُلطان دادِن میہ درمان یا شاہِ سلطان
کرحض اَسہ سائے ہاتھدہ پائے سُلطان ناوٗ چون بُوزِتھ درائے
کر لطف و احسان یا شاہِ سلطان
لاران چھِ آمِت اَس چانہ مائے یُن یور سونوی مَتہ کرتہ ضائے
اے ماہِ تابان یا شاہِ سُلطان
چھُی مرتباہ بُڈ چھُی پایہ عالی وٲلی مُلکک تہ اَس چھی سوٲلی
اَز ہاو نوران یا شاہِ سلطان
از روئے ہاوٕ و ملالہ تراوٕو نادَن تہ دادَن از گوش تھاوِو
چھکھ شاہِ شاہان یا شاہِ سلطان
غم خواروہ یُدوے نظراہ تراوکھ ہتہ بدیٔ تہ لچھ بدیٔ داد بلہ راوَکھ
از نظرِ عرفان یا شاہِ سلطان
کُنج چانہ ظُلمت وٗلمت لوٗلن سوٗر گر بدنس دوٗر رکِ ہولن
چھُو پانہ زانان یا شاہِ سلطان

چھوکہ لد تہ دَکہ زد پرہ پیمتی اَسی غمہ سیلابس ایرہ گیمتی اَسی

ژئَ سون نگہبان یا شاہِ سلطان

از خستہِ جانَن نظراہ کرکھنا از ناتوانن لولاہ برکھنا

اے شاہِ خوبان یا شاہِ سلطان

از دَاد لدنی کا سیوحض دَادی از غمہ ہتنئَ بخشیو حض شادی

کرمشکل آسان یا شاہِ سلطان

سَر اَسی براندس کر ہوی قربان اکہ نظرہ چانے بنہ حض آسان

وندہ ہوی زُوجان یا شاہِ سلطان

بے کس تہ بے سر بے زر چھ آمِت اُمید ہیتھ از بر درچھ آمِت

کر سانی سامان یا شاہِ سلطان

چھوی حال باوان بانالہ زَاری بہار شاہ بَاد ہیتھ دَاد ساری

یُس چون دربان یا شاہِ سلطان

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت حضرت سلطان العارفین رحمۃ اللہ علیہ

آیہ لاران ملالہ تراؤکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاؤکھنا

رستگاری ز حق دیاوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاؤکھنا

سائلن مضطرن تہ اَبترن ہُند عاجزن مُفلس تہ بے سرن ہُند

حال بوزکھ تہ گوش تھاوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاؤکھنا

جان وندے جہانکے شاہہ عجمہ نُن دراکھ عربکے ماہہ
معنوی نورہ جلوہ تراوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاوکھنا
اَمر چانی میہ رَاہ رِم ساری تتھ بدل وون سیٹھاہ تُجمُ خواری
اصلکوی جام ازمیہ چاوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاوکھنا
ملکِ کشمیر کئے حُکمرانے تاجداری ژہ کیاہ چھ شُوبانے
اَتر سانی ژہ مَنہ ساوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاوکھنا
از کرُوم حالِ دل ژنش حالی چھُس گدا از صدامہ کر خالی
خاکسی کیمیا بناوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاوکھنا
چھوی بَجر قدرتن عطا کُرمُت وَحدہٗ لاشَرِیک چھُی سُرمُت
چھوکھ بہارسؔ تہِ بلہ راوکھنا سانہِ سلطانہ روئے ہاوکھنا

## منقبت حضرت محبوب العالم رحمۃ اللہ علیہ

برتل بہٗ سائل خستہ تر سلطان میانیو اکھ نظر
للہ خزانن بَر مژر سلطان میانیو اکھ نظر
چھوکھ سُون وآلی با کمال رہبر چھ چون سیّد جمال
تہنْدے قیام چھم در لِسر سلطان مانیو اکھ نظر
آسے سوالی ڈیڈِ تَل از مُشکلن کریٔ توَمیہ حل
کریٔ تو عطا فتح و ظفر سلطان میانیو اکھ نظر
سلطانِ کشمیر پیر سون محبوبِ حق سے نُند بُون

ارض و سماء حکمس اندر سلطان میانیو اکھ نظر
سائل دِوان بَرتَل صدا کینژہا دِیو راہِ خدا
چھوکھ بادشاہِ خشک و تر سلطان میانیو اکھ نظر
ذاتن دِتُے جاہ و حشم جِن و انس کرتھ سر خم
حکمس اندر جن و بشر سلطان میانیو اکھ نظر
ونہ کیا پُنن اَحوال بُو دیدار ژُے چھُم جستجُو
ساری ژچھے اَندر خبر سلطان میانیو اکھ نظر
قرآن و حدیث جارٕی کوٗرُتھ ینہ پیٹھ ژے مولیٰ سوٗرُتھ
دِینس دِتُتھ ژے بُڈ تھزر سلطان میانیو اکھ نظر
یُتھ چھُس بہٕ تیتھ چُونے غلام پیرو میہ بوزُم اَز سلام
پرتھ کارسے کر تَم سیزر سلطان میانیو اکھ نظر
نازان چھُس چھُوکھ سُون پیر یوُسُ آسہ چون شُوٗ بیا سُوٗ گیر
چانی غلامی چھم فخر سلطان میانیو اکھ نظر
سہٕ اُدی میہ دِم ناشاد سے از کرتہِ گلزار نار سے
از کاستم بختس ہجر سلطان میانیو اکھ نظر
وُچھ کاشرین ہُند پیر حال ظُلمس اندر گمیہ پائمال
وونی دوٗر کر خوف و خطر سلطان میانیو اکھ نظر
غمگین آس تسکین دِم روٗیے مبارک ہاو تَم
اُمّت جلال الدّین بدر سلطان میانیو اکھ نظر

# منقبت حضرت محبوب العالم رحمۃ اللہ علیہ

پیرہ آس زیرِ در بہٕ لارانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
تُوہِ سوا کُس چھُ میون پُشتبانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
میانہٕ سُلطانہ بو لگے پأری
چھُکھ ژٕ محبوب حضرتِ باری
پانہ ذاتن دیوتے ژتھُد نشانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
دیتہٕ ذاتن ژٕ مرتبہ عالی
چانہٕ دربارہ گونہ کانہتہ خالی
چھُس پیُو مُت زیر در پریشانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
ہُول چھُومِ اَکھ شاہ ژٕ یکھنا سُون
کاژہ زُونے میہ کاستم ژٔی گرُون
کر مُنوّر ژٕہ از میون خانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
با اُمید آس کرمیہ نظرِ کرم
کاستم رنج و غم تہِ درد و اَلم
چھُکھ بِرن میہ سر پوش سائبانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
چون دامانہ چھُس رٹتھ محکم
اکھ نظر کرمیہ کُن ز لطف و کرم
از کریو مشکلن میہ آسانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
تھُد میہ تُلتمِ بہٕ چھُس پیومت اُفتاد
شاد کر تَم میہ از دل ناشاد
چھُس از حالِ خود پشیمانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
آس بر در ژٕ میانی زأری بوز
کاَس خوأری تہ فیض جاری سُوز
از ازل چھُس رٹتھ بہٕ دامانہ
سرٕحض وندے بہٕ میانہٕ سُلطانہ
گرتہِ نظرِ کرم میہ کم جانس
یژھ نظر کرتھ کوہِ مارانس

نظرِ چانہِ تتھ چھُ سُوُن سپدانہ سرحض وندے بہٕ میانہِ سُلطانہ
نورِ ایمان تہ عزّتِ دوجہان کر عطا میہ دُوستن رفیقن سان
پاسِ حضرتِ شیخ عثمانہ سرحض وندے بہٕ میانہِ سُلطانہ
شاہدس چانہ لُطف کرمچی آش حاضرِن سان اَنُم میہ گٹہ منزِگاش
چاو خَم ازمیہ جامِ عرفانہ سرحض وندے بہٕ میانہِ سُلطانہ

## منقبت حضرت سُلطان العارفین رحمۃ اللہ علیہ

بَرتَل چھ پراران بے نوا یا شیخ حمزہ پیر ما
بوُزو غریبن ہُند صدا یا شیخ حمزہ پیر ما
نُورِ نبی برحق ژہ چھکھ کاسُم میہ ساری دادِ تہ دُوکھ
خاکس میہ کرتم کیمیا یا شیخ حمزہ پیر ما
اَسہِ کاشرن چانی نظر پراران چھ آغو زیر در
کرتو سان حاجت روا یا شیخ حمزہ پیر ما
حالی ژہ ساری سانی حال سُلطانہ ہاو تو نُون کمال
فریاٰدی ژہ نِشہ آمت گدا یا شیخ حمزہ پیر ما
پیرو مریدن کیاہ چھُ غم ہر ساعتہ چانی راچھ چھم
تھاوِ و نظر پاسِ خدا یا شیخ حمزہ پیر ما
پیمت پتھر گامتی چھ گیر در بند غم گامِت اسیر
روزا غمن منز مبتلا یا شیخ حمزہ پیر ما

آمت ژہ نِشہ چھی با اُمید نیرے نہ ہرگز نا اُمید
آسی یمن یتھ رہنما یا شیخ حمزہ پیر ما
یُتھ چھس بہ ہُیتھ چُونے غلام ژی نشہ یوان چھی خاص و عام
آلو کران شام و صبا یا شیخ حمزہ پیر ما
کاسُم دِلس سُورے میہ مَل پر یتھ مشکلس کرتم میہ حل
دادین دوا مرضن شفا یا شیخ حمزہ پیر ما
دستخط کریو حض تُل قلم آغوبہ آس داُرتھ ہلم
دَکِہ دُین غریبن چھاروا یا شیخ حمزہ پیر ما
آمُت اُمید ہیتھ شاہ امینؔ کرتم نظر چھُس دل حزیں
آلو چھُ لایان سائلا یا شیخ حمزہ پیر ما

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت حضرت سُلطان رحمۃ اللہ علیہ

اُس آیہ لاران دربارِ سلطان پیٹھ کوہِ ماران دربارِ سلطان
چھُم پیرِ سُند ناد رُوز پانہ دلشاد ژُون جلوہ ہاوان دربارِ سلطان
دُتھ لاُر جَل جَل گُدہ کاس دِلس مَل روزِی مہربان دربارِ سلطان
مُو روز دلگیر بوزان چھُے پیر ژی لار آستان دربارِ سلطان
آمُت سوالی مَتہ کڈ تہ خالی چھی دیدہ گریان دربار سلطان
چھُم چون ہاوس لگہے بہٗ ناوس وند ہے بہٗ ٹوٹھ جان دربارِ سلطان

ہا آغہ سانے آیہ شوقہ چانے رٹھ زیرِ دامان دربارِ سلطان
ازسُون چھوی سال ونہ ہوی پنُن حال نیرن میہ ارمان دربارِ سلطان
ژی سُون رہبر ژِہ نشہ دفتر لیکھان پروان دربارِ سلطان
چھکھ تھدہ شانہِ سانہ سلطانہِ اُس چھی پراران دربارِ سلطان
صبحن تہِ شامن منز خاص عامن رحمت باگران دربارِ سلطان
آس فریادی لیکھ آزادی حال چھی ژ عیان دربارِ سلطان
از رُوز سانے ہا آغہ میانے یکھنا خرامان دربارِ سلطان
شاہؔ اینہ غم تراوٗ پیر میہ برٗہ ژاوٗ چھُس بہٗ تو شان دربارِ سلطان

## منقبت حضرت مخدوم شیخ حمزہ رحمۃ اللہ علیہ

محبوبِ ربِّ رحمٰن سالارِ راہِ یزدان
بر تختِ دین سلطان مخدوم شیخ حمزہ
سلطان با کرامت دریائے فیض و برکت
سالار دین و ملت مخدوم شیخ حمزہ
راہِ خدا ژیہ ہوٗوت در دل ژیہ نُور تروٗوت
رازِ خدا ژیہ بوٗوت مخدوم شیخ حمزہ
دربان چون مغفور دربار چون پُر نُور
کہار جلوہِ طور مخدوم شیخ حمزہ

اے مرشدِ مُکرم اے عابدِ معظم
اے پیشوائے اعظم مخدوم شیخ حمزہ

شو بینا غلامِ سلطان در حال غم پریشان
اے مُشفق و مہربان مخدوم شیخ حمزہ

اے بادشاہِ رحمت اے تاجدارِ رحمت
کر تو نگاہِ اُلفت مخدوم شیخ حمزہ

اکہ نظرِ چانہ اے پیر خاکس بنان اکسیر
چھک پیمتن ژ دسگیر مخدوم شیخ حمزہ

جائے پناہ سُونے دربارِ پاک چُونے
روشن ژ حال سُونے مخدوم شیخ حمزہ

گھر پنہ نہ یُس چھُ درامُت یُس چانہ ڈیڈ ژامُت
امید ہیتھ چھُ آمُت مخدوم شیخ حمزہ

چھک داد نے ژ مرحم سلطان کاٗسی تَو غم
سلطان کاٗسی تَو غم مخدوم شیخ حمزہ

کاوٗسٓ بہٕ چھُس گنہ گار چھُس خاکِ راہِ سرکار
چھُم یاور و مددگار مخدوم شیخ حمزہ

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ



# منقبت حضرت محبوب العالم رحمۃ اللہ علیہ

محبوبِ حق سلطان میون محبوبُ العالم پیر میون
وُچھہن تہ ژلہم رٔژن گرون محبوبُ العالم پیر میون
در ظاہر و باطن کمال حاصل کٔورن گو بے مثال
دریاوِ عرفان دامہِ چون محبوبُ العالم پیر میون
نورن تہندی اَسہ دل بٔرُن ژُورَن ہدایت تمیٔ کورُن
حُورن چھُ ارمان دایہِ ٹُون محبوبُ العالم پیر میون
اَکی نیک بختن وُچھ بہ خواب کوچھِہ منز رٹتھ تس آنجناب
تتھ اہلِ راز و معنی زُون محبوبُ العالم پیر میون
چھُم فخر چھُس منز سِلسِلس آسان بنیم ہر مشکلس
ذاتن میہ دِیتمت رُت چھُ لون محبوبُ العالم پیر میون
بر کوہِ ماران چھُس مقام عاشق چھ واتان صبح و شام
ساری و نان اَسی کر وُچھون محبوبُ العالم پیر میون
شُر بأژ ہیتھ سُورے عیال پراران ووُتم کوُت کال
کر سالہِ یِیہ سُے لالہ سُون محبوبُ العالم پیر میون
محی الدینؔ میرس ستھ دِلس کر حل بینم میہ مُشکلس
بخشم نُور یدُ چھُس بہ پرُون محبوبُ العالم پیر میون

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

# منقبت حضرت محبوب العالم رحمۃ اللہ علیہ

ژیے گُن میہ سر خم محبوبُ العالم
کل چھم میہ ہر دَم محبوبُ العالم
تھُد چھُی سیٹھاہ شان کیا زانہِ بے زان
مُرشد ژ محکم محبوبُ العالم
یکھنا سُونے وندہےَ بو گُرونے
سوے آش میے چھُم محبوبُ العالم
دربار یَمے فریاد دِمے
با سوز دِلِم محبوبُ العالم
بر کوہِ ماران جلوہ ژ ماران
دادین چھُ مرحم محبوبُ العالم
سائل چھ بر در یأری ژ از کر
برسانی ہلم محبوبُ العالم
سُلطانِ کشمیر چھُے چون جاگیر
لُوگَن چھَ سر خم محبوبُ العالم
چھُے بزم قادر بر در خاطر
کر نظرِ کرم محبوبُ العالم
اُسی چھِی رنجُور حاجات کر پوُرُ
کیاہ ژے گڑھی کَم محبوبُ العالم

پیوٗ مُت پتھر چھُس گو مُت لڑھی چھُس

تھُد پانہ تُلتم محبوبُ العالم

تھُہند آستانہ فائض میلانہ

پژھ چھم محکم محبوبُ العالم

چانی کمالات بییہ چانی کرامات

ظاہر چھ ہر دَم محبوبُ العالم

آو عبداللّٰہ بے کس با اللّٰہ

آو چشمِ پُر نم محبوبُ العالم

رحمۃ اللّٰہ تعالیٰ علیہ

## منقبت حضرت باباھردی ریشی رحمۃ اللّٰہ علیہ

بُوز تَم زارہ پار یا ریشی وُچھتہ میون حالِ زار یا ریشی

نامِ پاک چُون حضرتِ حیدر سَر گرے بُو نثار یا ریشی

چھوکھ ژ حاجت روا مُحتاجاں شانہ ہُڈ با وقار یا ریشی

چانہِ لُطفُچ میہ چھم سیٹھاہ اُمید چھکھ ژ ہُڈ نامدار یا ریشی

نامِ پاک چُون وِرد چھم ہَر دَم چھُس پراران بار بار یا ریشی

بے نوا چانہِ ڈِیڈہ تَل آسے بادل انکسار یا ریشی

وُچھتہ میانی سختی پریشانی گریہٖ زار زار یا ریشی

کرمیہ آزاد از پریشانی چھُس سیٹھاہ خوار و زار یا ریشی

بر درت آس بو بصد اُمید　　کر میہ ہر دس بہار یا ریشی

تھُد مِیہ تُلتم پتھر بہٕ پیوٗمُت چھُس　　چھکھ ژٕ میون غمگسار یا ریشی

زاگ ہیتھ ڈیڑہ تَل بہٕ شاہدٕ چھُس　　چون سگِ داغدار یا ریشی

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

# منقبت حضرت بابا ھردی ریشی رحمۃ اللہ علیہ

اگر چھےٚ دادِی لد ژےٚ تَن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

اتی مرحم بَنی زخمن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

چھُ خاص الخاص منز خاصن　　توٚے وَلی وَلی چھُ غم کاسن

کری رُخصت غمن فکرن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

چھ فیض عام اَتہٕ جاری　　منوّر چھی گرٛھان ساری

پریزٕل وُن شمع پروانَن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

کُرس عرضی گری اتھہ روٗٹ　　اکی نظرے ژلی اَنہٕ گوٹ

پتھر پیمتین یہٕ چھُوی پلزن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

نبی سندِ باغہ منز پھُلی گُل　　توٚے مشتاق گےٚ بُلبل

چھِ مُشکاوَن یہ شین طرفن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

امی کوٗر دینِ حق زندہ　　عدو سپدیاے شرمندہ

ہووُن گلشنس گلشن　　ولو ریشی مألی صأبس وَن

شُبان آستان کیاہ پیرس　　رَبّس ستی زأن کیاہ پیرس

کران رد کانسہ چھُنہ عرضَن ولو ریشِ مألی صأبس وَن
اگر یژھ پژھ ژ دِیہ ہس ناد خدا ییں پتھ کری دِل شاد
چھُ ریشِ مألی صاب تھاون گن ولو ریشِ مألی صأبس وَن
ژ دِس درگاہِ پیٹھ آلو پَپتھ ہنہ حض میہ کھیبن ہالو
نہ چھُی دربار منز بوزن ولو ریشِ مألی صأبس وَن
پران چھُس منقبت پیرس مگر وأقف نہ چھُم سیرس
تووے لرزہ میہ چھُم برتن ولو ریشِ مألی صأبس وَن
سیّد دانشؔ بچشمِ نم گنڈتھ گُلی بیہ کرتھ سرخم
مگر محکم رٹتھ دامن ولو ریشِ مألی صأبس وَن

## منقبت حضرت باباھردی ریشی رحمۃ اللہ علیہ

پیرو لگہ یو مُژرُم بر ریشہِ مألی صابو وَندیو سَر
للہ اسہ گُن نظرا کر ریشہِ مألی صابو وَندیو سَر
چھُک پیر میونُے عالی شان آمُت برتل چھُس بہٕ پراران
کر عطا پیر و فتح و ظفر ریشہِ مألی صابو وَندیو سَر
ژُٹھ چھُک حضرتِ سُلطانس نہ تہِ گوو عاشق اتھ شانس
بتہِ چھُس داغدار آس بر دَر ریشہِ مألی صابو وَندیو سَر
تعریف چھے کران چأن خاکی وَنہِ کیا عاجز کیا چھُ باقی
تاج عرفان شوبن ژے بر سر ریشہ مألی صابو وندیو سَر

نظرہ ییلہِ کرتھ ژے کلابس گوٗ و عطا تس منزِل ووت کمالس
ذکرِ حق تَس ورد شام و سحر ریشہ مائلی صابو وندیو سَر
آش چھم لاران آس بَرتَل سائری مشکل گژھنم حل
ہاو تم دیدار چھُس بہٕ مضطر ریشہ مائلی صابو وندیو سَر
کوٗت کال ووتُم پراراںے جلوٕ از ہاو تم جاناںے
غم تہٕ ہم ژلہِ نم دوٗر گژھ شر ریشہ مائلی صابو وندیو سَر
پیر میونے چھُ محبوبِ یزدانِ لا خَوفٌ عَلَیھِم چھُ قرآن
ئے گوٗو مالکِ بحر و بر ریشہ مائلی صابو وندیو سَر
سوٗر گوم طور چھُم چون روضہ تریشہ چاو تم پنُنہٕ روضہ
گاش تیم چشمنے سینہ معطر ریشہ مائلی صابو وندیو سَر
آو یُس خالی ییتہٕ مادراو سوے اُمید پیر چھُم ئے چھُم چاوٗ
شانہٕ بڈٕ پیرِ میانہٕ نظراہ کر ریشہ مائلی صابو وندیو سَر
اے جلالُ الدینؔ مہ گژھن غمگین پیر سون ریشہ مول تھا و تسکین
با اُمید آمتُن بہ چھُس بر در ریشہ مائلی صابو وندیو سَر

رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ

## منقبت حضرت بابا ھَردی ریشی رحمۃ اللہ علیہ

اُسی سَمان لولہ چانے شانہ بڈ ریشہ مالے
غم ژلن نظرِ چانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

غمن منز چھُس گومت گیر سُے میہ آمُت چھُنا چیر
شاد گژھ کرمہِ چانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

کیا وَنے چھُس بو بدکار توے چھُس بو شرمسار
کیا وَنے ازلہ لانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

سائلا چھُس بو بَرتَل از کرو مشکلن حل
تی بینم نظر چانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

چون دربار عالی کانہہ اکھاہ گوونہ خالی
بے زان کیا مانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

سائلن حاضرن سان مُشکلن کرتہ آسان
درشنا دِتہ سانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

حال سون چھُے ژ معلوم دشمنن کرتہ معدوم
پایہِ بڈِ سایہِ سانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

آسنا بَس یہوی ساعت غمو نِشہِ بنہِ نجات
یمہ دربار چانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

کر رواسانی حاجات کر عطا رژمیہ برات
اُسی کران چانہ چانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے

عبداللہ چھُونے غلام معرفتکے دِیَس جام
وَنس سگبانہ میانے شانہٕ بڈ ریشہ مالے



# منقبت حضرت ریشی پادشاہ رحمۃ اللہ علیہ

ریشہِ مالیوٗ دادنے گن دار مِیہ
ترٛشہ نظر کر یُتھ پھولن گلزار مِیہ

تہندِ برتل زاگ ہیتھ چھُس صبح وشام
داٗدی لد چھُس از دِتم ژی بُلغار مِیہ

سیٛاد نظر کرتم بنیم سر تل طِلا
ددی مِتس مِیہ یُتھ بنیم سبزار مِیہ

رِیشٕین اندر سیٹھاہ چون دبدبہ
کرِوٗن ونٛدے چون چھُم انٛار مِیہ

تُہند درواز کُے گدا چھُس بے نوا
مشکلن حل چون چھُم دربار مِیہ

چھُس پتھر پیوٚ مُت کرُم دستگیریا
معرفتہ کے پیالہ کر سرشار مِیہ

ہائے افسوس ضائع گمیہ عمرِ عزیز
کاڑِ پیٹھ چھُم گنہن ہُند بار مِیہ

بۄڈ میہ لاگُم ایرونی ناو اے شہَا
چانی یاری چھم مِیہ وونی درکار مِیہ

گومُتے ضائع بوٚ چھُس ہمسایہ چون
کر مدد وونی زانتم حقدار مِیہ

آغہ میانیوٚ چھُے ژے معلوم کیاونے
عالمن دون منزِ دِتم تار مِیہ

ییرِ سنز دری چھُے میہ بخنس کاس بوم
وَنتہ چھُک میُونے سگِ دربار مِیہ

سینہ برتم نورستی یُتھ ژلَیم
صاف دل گژھ بیہ ژلیم زنگار مِیہ

عبداللہ چھُ چانہِ لولُک دَم دوان
منز غلامن تھاو تم شُمار مِیہ



# نعتیہ سلام

یَا نَبِی سَلَام عَلَیکَ یَا رَسُوْل سَلَام عَلَیکَ
یَا حَبِیْب سَلَام عَلَیکَ صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

اے آفتابِ عالم نظرے بکُن بحالم
ہستم اُمیدوارم صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

اے ماہتاب تابان کیاہ مار مند ژ شوٗبان
چھوک میون دین و ایمان صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

اے صاحبِ رسالت وی صاحبِ حلاوت
جگرس چھو ہم ترَاوت صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

ختمِ رُسل تہِ ژی چھکھ مولائے گُل تہ ژی چھکھ
ژی عالمن تہِ زُل چھکھ صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

ژی بندہ پرورا چھکھ ژی ٹوٹھ سروراہ چھکھ
ژی سوٗن راہنما چھکھ صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

ژی سایئرے مکان چھکھ ژی ماہرے زمان چھکھ
ژی مالکِ زمان چھکھ صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

اُمّی لقب چھُ چُونی دُنیا سبب چھُ چُونی
عجم و عرب چھُ چونی صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ

محبوب ژی خدایس مطلوب ژی خدایس

مقصود ژی خدایس صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
ژی گاش دون جہانن ژی آش چھکھ زمانن
ڈکھ چھکھ درود خوانن صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
گرٹہا بہٕ تتھ مدینس یتہ گھرہ چھُ نازنینس
ژٕلہم میہ بار سینس صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
ژی چھکھ مِیہ دین و ایمان ژی چھکھ میہ ٹوٹھ از جان
ژی میون چھکھ نگہبان صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
عاشق چھ انتظارس فیرِ فیرِ دوان امارس
کینژاہ دِہ نابہ کارس صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
مَس چُون بس یمُوچیو نوراہ تمن دلس پیو
تمہ نی خدا یہ سَنز زِیو صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
یم روٹ یہ چُون دامن ہرگز سُہ لگہ نہ یامَن
پرہ یلہ صُبحہ شامن صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
دتہِ یارہ اکھ ملاقات پراران چھُوسے بہ دوہ رات
وُچھہے گلاب رنگ ذات صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
موکہ لو وتھن ژیہ آدم یلہ اوس سیٹھاہ سُہ درغم
حِس پیدہ گوس یکدم صَلوَاتُ اللہَ علَیکَ
تُو حس ندا یُتھی آو ناوے لِکھن نمس ناو

بُٹھ لج سُہ ایرہ وُنیَ ناو صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ
ژُووکھ خلیل در نار نارس بنیا و گل زار
دِیتُھ تھس ژہ نارہ منز تار صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ
کیاہ چھوی وُنن جلالس دیُت یم وُنش بلالس
سوی ووت تھدِس کمالس صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ
چھکھ شوبہ وُن ستارہ ژی عالمن بہارہ
ژی سون ناوہ تارہ صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ
مرتبہ دِتوی خداین عالم فدا ژیہ یاین
ژی آسرا گداین صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ
عرضی پران سیہ کار محی الدین وفا بیمار
للہ دِتم مِیہ دیدار صَلَوَاتُ اللہَ عَلَیکَ



# مولودِ برزنجی

## یعنی مولودِ مسعود حضور احمد مجتبیٰ محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

نَحْمَدُهٗ وَنُصَلِّيْ وَنُسَلِّمُ عَلٰى رَسُوْلِهِ الْكَرِيْمِ۔

اَعُوْذُ بِاللّٰهِ مِنَ الشَّيْطٰنِ الرَّجِيْمِ

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ

اِنَّا فَتَحْنَا لَكَ فَتْحًا مُّبِيْنًا ○ لِيَغْفِرَ لَكَ اللّٰهُ مَا تَقَدَّمَ مِنْ ذَنْۢبِكَ وَمَا تَاَخَّرَ وَ يُتِمَّ نِعْمَتَهٗ عَلَيْكَ وَيَهْدِيَكَ صِرَاطًا مُّسْتَقِيْمًا ○ وَّيَنْصُرَكَ اللّٰهُ نَصْرًا عَزِيْزًا ○ (الفتح: ۱، ۲، ۳)

لَقَدْ جَآءَكُمْ رَسُوْلٌ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ عَزِيْزٌ عَلَيْهِ مَا عَنِتُّمْ حَرِيْصٌ عَلَيْكُمْ بِالْمُؤْمِنِيْنَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ ○ فَاِنْ تَوَلَّوْا فَقُلْ حَسْبِيَ اللّٰهُ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ط عَلَيْهِ تَوَكَّلْتُ وَهُوَ رَبُّ الْعَرْشِ الْعَظِيْمِ ○ (التوبۃ: ۱۲۸۔۱۲۹)

صَدَقَ اللّٰهُ الْعَلِيُّ الْعَظِيْمُ وَبَلَّغَ رَسُوْلُهُ النَّبِيُّ الْحَبِيْبُ الْكَرِيْمُ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ۔

اِنَّ اللّٰهَ وَمَلٰٓئِكَتَهٗ يُصَلُّوْنَ عَلَى النَّبِيِّ ط يٰٓاَيُّهَا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَيْهِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِيْمًا ○ (الاحزاب: ۵۶)

صَلَّى اللّٰهُ عَلَيْكَ يَا رَسُوْلَ اللّٰهِ

وَسَلَّمَ عَلَيْكَ يَا حَبِيْبَ اللّٰهِ

سُون سامانہ چھوی پہُوی مولوُد
کارنیَ شوُب بَس پہُوی مولوُد

از الف آدم تا عیسیٰ
مغفرت سارنی پہُوی مولوُد

وعدہ گوہیتھ خدا محبُوبَن
تم بتہٖ گئے اِی وَنتھ پہُوی مولوُد

بُو لہب گو رہا بنیوس تخفیف
باعثِ رحم چھوس پہُوی مولوُد

شاہ محدث و نان نبی آو سُون
بَس بِاللہ تتھ گواہ پہُوی مولوُد

چَنہ دعوت قبول کرم آغن
بأ گہ ییلہِ دوہ مِیہ آو پہُوی مولوُد

عاشقو کیا زِغم ژہ چھُوی روزشاد
بُس چھُ دادین دواء پہُوی مولوُد

حضرتن لوُل بَر فِدا کرپان
شوقہ تےَ ذوقہ پَر پہُوی مولوُد

راست گوُبَن قول و فعل تھاو ہیو
سیود کرلوُن بس پہُوی مولوُد

زانہہ مہٖ تراو وتھ تھاو پڑھ پور
غوث و ابدال پران پہُوی مولوُد

پڑھ تہٖ پڑھ تھاو روز خوش حال
چھکھ گدا، شاہ کری پہُوی مولوُد

## افتتاحیہ مفتِ مولود مسعود

ذکرِ نبی برحق کرو
مَولُودِ آنسرور پَرو

صَد بار زِیو پنہ نِی چھلَو
مَولُودِ آنسرور پَرو

عطر و گلاب ہر سُو چکَو
مَولُودِ آنسرور پَرو

عربی شہس لولا کرو
مَولُودِ آنسرور پَرو

ہر سُو عالمس گاش پیوٚ
یا متھ ظہورِ نُور گو

اَتھ نُور سیٖ گتھ اُسی کرو — مَولُودِ آنسرور پرٛ
منّت تھوان بَر مؤمنان — فَلْیَفْرَحُوا پَر قرآن
اَمہ خوشی ہُند اظہار کرو — مَولُودِ آنسرور پرٛو
گوشن گرٛھان غیبی نِدا — تُو شان چھِ عاشق مرحبا
اُسی مالہ اَچھ پوشن کرو — مَولُودِ آنسرور پرٛو
کیاہ شوبہٕ دُن جان جہاں — کاَ نہہ چھوس نہ ثانی در جہاں
زُو جان فِدا شاہَس کرو — مَولُود آنسرور پرٛو
خلق و مَلک از شادمان — حوران جنّت اِی ونان
عربی شہس سُورہ پرو — مَولُود آنسرور پرٛو
آزاد گییہ ساری غلام — حاصِل تمِن گو تھوٗد مقام
حضرتِ بلالس تی پرژھو — مَولُودِ آنسرور پرٛو
ژھوٗل قسمتس کُورِین گرٛوھن — زندہ روزُنک حق مِیُول تمِن
دختر کش ہُند دور گو — مَولُودِ آنسرور پرٛو
ایوان کسرٰی پیو پتھر — کُفرس سپُد زیر و زَبر
گٹہٕ ژ جی تہ نورَن تروٗ پریو — مَولُودِ آنسرور پرٛو
گو نُور مُحمد آشکار — باغن پھُلی لج آو بہار
ژھیتہ فارسک سٕے نارگو — مَولُودِ آنسرور پرٛو
وٲلی یتیمَن بے کسن — مِسکین نی لُولاہ بَرن
اُتھی دامنس تَل اُسی چھپو — مَولُودِ آنسرور پرٛو

اُسی چار پا باہم و نان    آو چارہ گر سُون در جہاں
دُوُنیہ ناسہ اُسی فاقہ مَرو    مَولُودِ آنسرور پَرو
اَلفَن مِیم اُون در جہان    کرئ میم نی اُلفچِی زان
لُولاہ مِیمس اُسی بَرو    مَولُودِ آنسرور پَرو
از تراوہِ پَرتَو آنجناب    باغِ دِلس پھُولہِ نَم گلاب
اَدہ پُوشہِ نی مالا کرو    مَولُودِ آنسرور پَرو
مدنی لالس سال سُون    تشریف انہِ ژلہ ژُونہ گرؤن
وتہِ نی اُچھَن ہندی لال جرو    مَولُودِ آنسرور پَرو
روز منتظر ہَر سُو وتَن    ساعتاہ یہ چھُے ساعتِ حسن
گریز لولہ نعتن ہُند تلَو    مَولُودِ آنسرور پَرو
شاہدؔ برس تَل دل حزِین    با حاضرین و سامعین
اُمی سی شہس عرضی گرو    مَولُودِ آنسرور پَرو
از نارسی گلزار کریوِ    دیدار ستی سرشار کریو
دُور یر کوُتاہ اُسی زرَو    مَولُودِ آنسرور پَرو



